

## فیاضؔ تِلہٕ گامی

### اَزتام چھپیمژٕ کتابہٕ

۱۔ فتح کڑال (تحقیق)

۲۔ گاشہِ تارُکھ (بچَن ہٕنٛدِ خاطرٕ)

۳۔ لاجواب (گوڈنچ شعرٕ سۆمبرَن)۔ترٛےٚ ایڈیشن

۴۔ کُلیاتِ رزاق ڈار (أکِس صوفی شاعرٕ ہنٛز شعرٕ سۆمبرَن)

۵۔ نشاط انصاری (مونوگراف۔ساہتیہ اکیڈیمی دہلی

۶۔ پرٕبزلوٕنی تارُکھ (نثرٕ سۆمبرَن)

۷۔ ہَن ہَن تلاش (دۆیم شعرٕ سۆمبرَن)

۸۔ گُریو آلو حسینَسؑ (حسینیؑ نظمَن ہنٛز سۆمبرَن)

۹۔ حرف حرف چھُ نعت خوان (نعتیہ سۆمبرَن)

۱۰۔ کمراز کی گُمنام شاعر۔تحقیق تہٕ ترتیب (منسٹری آف کلچر نیو دہلی)

…… ❖ ……

# حرف حرف

## چھُ

# نعت خوان

(نعتہٕ سوٚمبرَن)




فیاضؔ تلہٕ گامی

تلہٕ گام (پٹن) کشمیر

# حرف حرف چھُ نعت خوان

(نعتہٕ سۆمبرَن)

حرف حرف چھُ نعت خوان لفٕظ لفٕظ چھُ اِلتجا
سُہ آتھٕ رۆس چھُ بے بہابہٕ چھُس غوطَن زِلیٚکھہٕ کیٚا


فیاضؔ تلِہٕ گامی
تِلہٕ گام (پٹن) کشمیر

| | | |
|---|---|---|
| کتابہِ ہُنٛد ناو | : | حرف حرف پچھُ نعت خوان |
| مصنف | : | فیاضؔ تِلہٕ گامی، 9419541758# |
| گوڈنِیُک چھاپ | : | 2022ء |
| تعداد | : | 500 |
| موٗل | : | -/300 روٗپیہِ |
| کمپوزنگ | : | عادل کمپیوٗٹیرس، بر برشاہ سرینگر، 7006356341 ,9419953102# |
| سرورق | : | روف قیاسی |
| چھاپ خانہٕ | : | تاج پرنٹنگ سروس، دہلی |

کتاب میلنُک نٔب:

۱۔ فیاض تلگامی، نیو میر کالونی تلگام پٹن

فون نمبرات: 9419541758, 8491834223

۲۔ الفرقان بُک شاپ، سارہ کمپلیکس حیدر بیگ، پٹن۔ **8825040194**

۲۔ کتاب گھر مولانا آزاد روڈ، لالچوک سرینگر

# انتساب

”ربّ العالمین ءِݜدِ ناوِ

کیݜہ حمّد، دُعا، مناجات تہِ عرضی

تہِ

سرورِ کونینؐ، سیّد المرسلینؐ، خاتم النبینؐ، رحمۃ اِللعالمینؐ

احمد مُجتبیٰؐ، محمد مصطفیٰ صلی اللہ علیہ وسلم ءِݜدِ ناوِ

پِنڙِ یہِ نعتہِ ڈآلی

یہِ اورِزوے تہِ آش ہتھ

مےٚ گوٚ ڙھنہِ باسُن

مےٚ چھُم نہِ آسُن



# ترتیب

# یہِ ڈٲلی

عشق تَس ماہ جبیٖنٕ، پڑتھ جبیٖنس
ہلم دأرِتھ چھُ کُل عالم مدیٖنسٕ
فخرِ نبین محمدؐ پیشوا چھَکھ
مدح خواں کُس نہٕ سیدُ المُرسلیٖنسٕ

مےٚ اوس نعت لیٚکھنُک شوق تِمہٕ وِ ے دوہَو پیٹھہٕ یَنہٕ مےٚ قلَم بدس آو۔ میٲنہِ اظہارُک ذریعہٕ چھِ میٲنۍ زبو۔ یہٕ ییٚلہِ تہِ پٔنٕن یہِ شوق اظہارنہٕ موکھہٕ پٔنٕنۍ زبو ورٕتاوٕنچ کل کراں چھُس تہٕ سوچاں چھُس زِ ِکتھہٕ کٔنۍ کرٕ پننہٕ نبن شعرَن منٛز سرورِ کاینات احمد مجتبیٰ محمد رسول اللہ صلی اللہ علیہ وسلمن ہٕنٛز عظمت اظہار۔ ِکتھہٕ کٔنۍ کرٕ تَس نوٗرٕ سٕد رس تہٕ رٕحمتکس ذری یاوس تعریٖف تہٕ ِکتھہٕ کٔنۍ کرٕ یہٕ یہِ ڈٲلی تِہنٛدِس دربارس سوزنُک شرف

حاصِل ـ اتھِن چھُم زیٚوِ پیٚٹھ یِوان:

سُہ عظمت باوٕ نَس لفظن ہِبُر چھا
یہِ کیٛا تعریف کَرِتَس نازنیٖنَسؐ

مگر یہِ عشق چھُ جوشہِ انان، قلم چھُ شوقہٕ یِوان تہٕ خوشبو ژھٹان،

زیٚوِ پیٚٹھ چھُ یِوان:

لفظ گُل ہوی پھولاں چھُس نعت لیٚکھاں
قلم خوشبو ژھٹاں چھُس نعت لیٚکھاں

بہر حال یہِ روزِ یوہے آلو دِوان:

مےٚ کیٛا چھُم ڈالہِ سوزُن رَکیُٹ، ؤُس گوٚ واکھ شادمانی چھُم
درۄد و نعت چھُس سوزاں یہِ لولَن یا رسول اللّٰہؐ

یَتھ کتابہِ منز کَری مےٚ نعتو علاوٕ حمد، مناجات، عرضی تہٕ بیٛیہِ تہِ کینٛہہ نذرانہٕ شامِل ـ وومید چھُم زِمیٛانی یہِ ڈالی سپدِ قبول تہٕ پرَن والی تہِ کَرَن میٛانہِ خاطرٕ دُعا ـ

فیاضؔ تِلہٕ گامی
تِلہٕ گام (پٹن) کشمیر

# حمد

بجر چوٚن عنوان ربُ العالمیں چھُکھ
حُمد چھُس بےٕ لیکھاں ربُ العالمیں چھُکھ

سبٕھا چھُے ژےٚ آسُن ژٕ مختار کُل چھُکھ
ژےٚ عالَم مدَح خواں ربُ العالمیں چھُکھ

چھٔلِتھ زٕو چھِ اچھرن جراں کاکذن پٕٹھ
قلم شوقےٕ پأراں ربُ العالمیں چھُکھ

حسیں منظرن مژٚز چھُ اِظہار چوٚنُے
ژٕ پرٕتھ شایہِ تاباں ربُ العالمیں چھُکھ

ڗ کتہِ چھُکھ نہٕ روزاں، ڗکس چھُکھ نہٕ بوزاں
ڗکس چھُکھ نہٕ سوزاں، ربُ العالمیں چھُکھ

نٹُن تارکن، زوٗنہِ ہُنٛد، آفتابُک
نبس چوٗن احساں، ربُ العالمیں چھُکھ

خلاَیِق، ملاَیِک، دپاں اسہِ چھُ خاَلِق
ڗ ماَلِک، مہرباں، ربُ العالمیں چھُکھ

زمیں آسماں، کُل جہاں ہے چھُ چوٗنے
ڗےٚ کُس چھُے نہٕ زاناں، ربُ العالمیں چھُکھ

ڗ پیغمبرن، مُرسلن، انبیاہَن
پٹٕنٛی راز باواں، ربُ العالمیں چھُکھ

نبی نازنینسؐ، رسوٗلِ کریمسؐ
بخشمُت ژے فُرقاں، ربُ العالمیں چھُکھ

ازل کیّا، ابد کیّا، زماں لامکاں کیّا
عقٕل اتہِ چھِ حأراں، ربُ العالمیں چھُکھ

عظیمس، رحیمس، منگاں چھُس کریمس
فیاضسٓ دِ ایماں، ربُ العالمیں چھُکھ



(۲۴ جون ۲۰۱۵)

## حمد

زرَس زرَس چھُ بر زباں حُمد اے خالقِ جہاں
ژٕ ے کُن چھُ کُل جہاں پراں،حُمد اے خالقِ جہاں

زماں، مکاں، سۄرُے جہاں، زمیٖں کیٛا وِ آسمان
چھِ چانہِ قدرتٕچ یہِ شان ،حُمد اے خالقِ جہاں
ژٕ ے کُن چھِ مُرسلین نماں،تہٕ انبیاء پناہ منگاں
ژٕ چھُکھ ژھیٛپتھ تہٕ ژٕ ے عیاں،حُمد اے خالقِ جہاں

صُبح تہٕ آفتاب چۄن، چھُ شَب تہٕ زوٗنہِ تاب چۄن
نبسٕ چھُ کہکشاں لیٛکھاں، حُمد اے خالقِ جہاں

خُدایہِ لا یزال چھُکھ، کُنے ژٕ بے مِثال چھُکھ
مکاں چھُ چۄن لا مکاں، حُمد اے خالقِ جہاں

چھِ پوشہِ وَن مُشک ژھٹاں، مُشک چھِ لا اِللہ پراں
اوَے چھِ جاۂور گیٚواں، حُمد اے خالقِ جہاں

ژٚے اورِ زوٕ ے پنُن روٗ چھُتھ، تہٕ بۄ دِ بے بہا کۄ رُتھ
ژٚے آسنس دِژٕتھ زباں ، حُمد اے خالقِ جہاں

ژٚے عالمس کۄرتھ عطا، امارٕ نۄرِ مُصطفیٰ ؐ
ژٚے ڈالہِ یَس دِتُھ قُرآں، حُمد اے خالقِ جہاں

فیاضؔ کیٛا کری بیاں، لِفظ لفظ چھُ تس کلاں
قلم تہِ چھُس گُلِتھ گرژھاں، حُمد اے خالقِ جہاں



## شریکہ رؤس عظیم چھُکھ

عرش چھُ با خُدا گرٗزاں
فرش چھُ یا خُدا پرٛان
ہَوا تہِ لا اِللہ پرٛان
فِضا تہِ لا اِللہ پرٛاں

شریکہ روس عظیم چھُکھ
ژٕ سارِ نے رحیم چھُکھ
مَلک تہِ اِلتجا کراں
خلق تہِ چھِ ثناء پرٛان

حبیب چھُے ژےٚ مُصطفیٰؐ
سٕہ مُرسلن چھُ پیشوا

سُہ ناو ہنتھ بہٕ یک زباں

درؤدِ انبیاء پران

ژٕ اِبتدا ژٕ اِنتہا

چھِ شش جہات اتھ گواہ

حرف حرف چھُ در قُرآن

مُقامِ کِبریا پران

عشق پراں خلیُل اللہؑ

صبر پراں ذبیحُ اللہؑ

خلؤصہٕ محبتچ ازاں

زمانہٕ جا بجا پران

رفاقتھا، عناۓتھا

ژٕ کرتہٕ رحمتچ نِگاہ

ژٕے کُن زمین و آسمان

دوہے یِمے دُعا پران

# مناجات

بہٕ چھُس عاجز ژٕ بوزُم زار یا رَب
ژٕے رؤس بێیہٕ چھُم نہٕ کانْہہ غَمخار یا رَب

چَمن چھُم ہرٕدِ بُزی گومُت بخُشتم
گُلن ہُنْد مأری مۆنْد انہار یا رَب

بےٚ پڑٕھ واوس اندر چھَم ناو لُجمٕژ
ژٕ یتھ سٕدرس دِتم ووٚنی تار یا رَب

زمانَن تروٕمُت پرٕ ژھیۆن کُرِتھ چھُس
غمو کۆرمُت بہٕ چھُس لاچار یا رَب

بہٕ اَکھ بے بَس بَشر آلو دِواں چھُس
ڑٕ چھُکھ دؤن عالمن مختار یا رَب

ڑٕ گَر نظرِ کرَم روشن مےٚ سپدَن
حیاءتکی بے بہا اسرار یا رَب

قدَم چھِم لؤَءسِمتی مُشکِل سفَر چھُم
ڑٕ واوُک ہیؤ دِتم رفتار یا رَب

وِچھَس منۆز اورِ زوے دَم پھُٹؕ گٕمتی چھِم
شفا بخشُم بہٕ چھُس بیمار یا رَب

دوہس راتس مےٚ بخشاں چائِنۍ پڑھ چھَم
رُحس فرحت، دِلس شۆہجار یا رَب

پھُلے قلمس دِتم بے کس فیاضسؔ
پھولن سوخنن مےٚ مُشکٕنۍ دار یا رَب

# مناجات

سراپا ہے چھُس اِلتجا یا خُدا
جبینس ژ لیکھُم رضَا یا خُدا

ژ تیمی سُنْد عشق، مُشکہِ ناواں دوہے
بہ لتس تاجدارَسؐ فِدا یا خُدا

گٹو نال وڈلہم، ژھٹو راوِ رُس
مےٚ ہاوُم ژ راہِ ہُدا یا خُدا

مےٚ دَگ چھَم، بہ چھُس دآ دی لد، سوزتم
ژ دادٕن مےٚ پانے دَوا یا خُدا

ژےˇ آسُن پُنن چھُے ژٍ مختارِ کُل
مےˇ چھُم ژھوˇر ہلم چھُس گدا یا خُدا

مےˇ سرمایہِ حاٸصِل چھُ بس ناو چوٗن
ژٍ بوٗزُم دِلکی یَم صدا یا خُدا

بٍہ مجبوٗر، بے بَس، دوٕ لابَن اٹدر
ژٍ منظوٗر تھاوُم دُعا یا خُدا

بہاٍرچ پھُلے اورِ زویَن دِتم
دِلس منٛز یوٕہے چھُم مُدعا یا خُدا

فیاضَس ژٍ کر رحمتٍچ اَکھ نظر
کرُس جاوِ دآٸنی عطا یا خُدا



# مناجات

آش ہیتھ چھُس اِنتظارَس یا خُدا
حالِ دِل بوزُم بیمارس یا خُدا

کانْہہ سُہارا چھُم نہٕ سنخ لا چار چھُس
اکھ ستھا دِم بے سہارس یا خُدا

ٹاٹھی یم یم چھِی تِہُنْد کرتم مےٚ پاس
نوٗر پھوٚلراوُم مےٚ نارس یا خُدا

اکھ بہارا کر تہٕ یتھ چمنس عطا
اکھ نظر یتھ لالہٕ زارس یا خُدا

سینہٕ چھُم پُژ پارٕ زٕو خاموش چھَم
اوٚش تہٕ دۄد ووٚنۍ دِلفِگارس یا خُدا

مَن تہٕ چھُم آوارٕ تَن چھَم داغدار
میوٚن رُح کریشاں قرارس یا خُدا

نوٗر چشمن دِم تہٕ عِرفانِ حیات
کر عنایت خاکسارس یا خُدا

دآدی لَد فیاضؔ چھُس بوزُم ژٕ زار
باوٕ بیٚیہٕ کس غمگُسارس یا خُدا



# مناجات

عظمتٕ والہِ تہٕ ٹاٹھِ خُدایا، ژٕ ے چھُکھ وأحِد بخشن ہار
گۄنہن سانٮ۪ن کرتہٕ عفوٗ از، کاس دِلن سانٮ۪ن دۄ گنٛیار

عرش تہِ چۄنےٕ چأنی کُرسی، چُون بَجر یہِ چھِ چأنی شان
ژٕیےٚ آ کاشس جٔری جٔری تھوٗتھ، تارکھ مالن ہُنٛد انٛبار

نمرۄدٕنی دیوار مِٹأوِتھ، پزٕ کی آلو وُزٕ نأوِتھ
ژٕیےٚ پھولرأوِتھ اِبراہیمسؑ، نارٕ الاوَس منٛز گُلزار

سرِیَس چانے نۄرُک پرتَو، سنگرن چۄنُے گاہ پرٕبزلان
سٔجدٕ کران چھِی ژٕیےٚ پیغمبر، ژٕیےٚ کُن سَر نۄمران سردار

سیٚکہِ صحراون تامتھ پرٛتھ انٛدٕ ،ژیٚےٚ پأرآ وِتھ نوٗرٕ کی لال
نٛدٕریٚشیٚ سٔبزٕ ریٚشیٚ وارِ، ژےٚ بخشُتھ عِرفانُک خوشوٗن شیٚہجار

یا رب پزٕرچ باوتھ اسہِ گَر، صبرٕکی اسہِ پیمانٕہ بخش
کم کیٚاسپدی کرتہٕ عنایٚت ،اسہِ معصوٗمن رُت کِردار

آشن ابدی پژھ بخشکھنا، رنٛزٕ ناوکھنا اسہِ یَم شوق
ٹاٹھہِ خُدایا منٛزلَس تامتھ، اسہِ پوٗشن قوٕمکی معمار

پزرُک رُت اِلہام بخشتم ، بےٕ چھُس قومس پٕکچ آش
زیٚہنُک گٹہٕ پَچھ روشن کرٕتَم ، نیٚنٛدرِ پیٚمتی کرہکھ بیدار

بأئ بنٛدُت اسہِ وآنسن پوٗشن، اِلٰی چھُ فیاضؐن ٹوٗٹھ مُدعا
پنہِ نٔس وطنس لولا برٕہو، جِگرس منٛز رچھِ ہوٗن مِلہٕ ژار



# عرضی

واؤِ مےؒ ِکتؕ صداقاتھ ژٔ مںگؙیٔ زہس
نظرِ کرم خاؑراتھ ژٔ مںگؙیٔ زہس

یتہِ چھِ دزاں طرفاتھ ژٔ ؤؙنٔ زہس
گرؤھی مےؒ بچنؙز کھنڈؕراتھ ژٔ مںگؙیٔ زہس

گٹہٕ پؙچھی اندری وَچھ چھُم ژؕوٹمُت
نؒوراںٕچ اکھ راتھ ژٔ مںگؙیٔ زہس

یِروٗنٔ ناوا، چِروؕن دؕوٕل چھُم
کیںٔؕھا بچہِ ںٕچ باتھ ژٔ مںگؙیٔ زہس

کولہٕ کیٚا مولہٕ وَن ناگ چھِ دٲدی ٲتی
سوٗنٛچ اکھ روٗدٕ راتھ ژٕ منٛگوزبس

سر ترٚاوِتھ پادَن تَل وِنہٕ ہس
حال پٔنُن تیُتھ ساتھ ژٕ منٛگوزبس

نعت لیٚکھُن کیُٚت اِدٕ فٔرۍ اِدٕ فٔرۍ
لفظَن ہُنٛد سوغاتھ ژٕ منٛگوزبس

دارِ مُژرٕنس ڈھاکھ مےٚ تُلہٕ ہَن
گٔرٛژھی مےٚ تِتھی حالاتھ ژٕ منٛگوزبس

میٹھِ وُٹھُن پٔٹھ ناو مدیٖنک
کریٹھِ نہٕ کینٛہہ سکرات ژٕ منٛگوزبس

وٲنۍ زبس لَس چھِ وٲل زبٕ تہِ کلیٖمٕژ
بیٚیہِ سُہ پٔنٕنۍ کتھ باتھ ژٕ منٛگوزبس



# عرضی

مےٚ زہو نَے آسہِ ہیے لرزان وۓ ہس
بۓ چھُس پرۓ ژھیوٚن گوٚمُت ہِرۓ سان وۓ ہس

بۓ چھُس گأو گأو گرژھاں أنٛد رِی وَنس کیٚا
عرض کرۓ ہا بۓ چھُس منٛڈۓ چھان وۓ ہس

موژیومُت چھُس، ژھو ٹیٛمٛش چھم زمینےٓ
ستے گز تھوۓ ہم اسمان وۓ ہَس

دزاں روزا بۓ یمۓ نۓ تاپۓ کرٛاین
ژۓ ہے چھُکھ رحمتُک باران وۓ ہس

مدٲنٛچہِ ڈیڈِ تل ساتھا گُزارُن
بہٕ چھُس أتھی آلوس پرٛاران ونہٕ ہس

ژےٚ کس بخشُتھ نہٕ شرفِ میزبأنی
مےٚ ناچیزس تہِ چھُم ارٕ مان ونہٕ ہس

بہٕ نَے چھُس لایِقِ احساں امّا پوٚز
ژٕ چھُکھ کُلِ عالمس احسان ونہٕ ہس

مےٚ نے پنہٕ نٮ۪ن غلامن منٛز ژٕ گٔنٛز رکھ
مےٚ کیٛا چھُم تور رِکیٚت سامان ونہٕ ہس

لیٚکھُن چھُم نعت پوٚز عرضی لیٚکھاں چھُس
یَمن سٔطرن دِتم عنوان ونہٕ ہس

ہواوَس شیٚچھی دوہے پیٚیہِ ہٕم نہٕ باؤٕنی
فیاضسٓ گوٚژھ تِتھُے عرفان ونہٕ ہس



# نعت شریف

عشق تَس ماه جبینُن پرۂتھ جبینسؔ
ہلم دأرِتھ چھُ کُل عالم مدینس

مِثالے چھُم نہٕ تمہِ حُسنچ مےٚ میلاں
بخشمُت قُدرتَن یُس تَس حسینس

سُہ اکھ یَس لامکاں ہوٗن تہٕ بوٗن
سرس ٹاٹھِن چھُ رَب العالمینس

قدس تہندس فِدا سأری قداوَر
قدَم تٔمی ہِندی شرف بخشاں زمینَس

فخر نبیَنؑ محُمدؐ پیشوا چھُکھ
مدَح خواں کُس نہٕ سیدُالمُرسلینسؐ

أمِس ٹائٹِھس شرَف مولیٰ چھُ بخشاں
چھُ سوزاں ڈالہِ ہیتھ روٗحُ الامینس

ہَراں خوشبو تہٕ سپداں زبو معطّر
یُتھے آلو دِمَو تس نازنینس

یِواں چھُس شوقہٕ لیکھاں نعت باضیے
جراں ناوس اِمامُ المتّقینس ؐ

بمارن بیٚیہِ چھُ کُس یاوَر ہواوَو
ژٕ کر عرضی شفیعُ المذنبینس ؐ

بدَس آمَے نہٕ کینٛہہ لا چار سپدُس
برَس تل واتہٕ ہا بہٕ تہِ شاہِ دینس

درۄٚدِچ ڈاٚلی بَس آسُن فیاضَس
چھُ سوزاں رحمۃً للعٰلمینس ؐ



# نعت شریف

لیٚکھاں ییٚلہِ چھُس تہٕ چھُکھ مُشکاں مےٚ حرفَن یا رسوٗل اللہؐ
پراں ییٚلہِ چھُس تہٕ چھُکھ ناپاں مےٚ ورقَن یا رسوٗل اللہؐ

ژٕ اَکھ ڈیکہٕ بوٚ ڈیچھُیُس عرشس تہٕ فرشس دوٚشونی محبوٗب
یہِ عظمت چھُس پراں پھِری پھِری سِپارن یا رسوٗل اللہؐ

مےٚ کیٚا چھُم ڈالہِ سوزُن رِکیُٹ، وٕں گوٚ اکھ شادمانٔی چھُم
دروٗد و نعت چھُس سوزاں بہٕ لولن یا رسوٗل اللہؐ

یَمن کوچَن چھِ شیٚہلتھ از تہِ تھُہنٛدٕن پایہِ نازن ہٕنٛز
تِمن کوچَن ڈُوٗن چھُم شوق چشمَن یا رسوٗل اللہؐ

بُتھ چھُنہٕ زوٚنہِ افتابس زِ اِظہارن تُہُنٛد آسُن
زباں عاجز تہٕ باوَتھ بَل نہٕ لفظن یا رسوٗل اللہؐ

جمالچ تُہُنٛدِ خدٕخالچ بہٕ کُس تشبیہہ جرن شعرن
توہیے تارَکھ نبکو تاباں چھِ قدمَن یا رسوٗل اللہؐ

دِلس منٛز زوٚل آسُن ہُنٛد، وُٹھن پیٹھ یا مُحمدؐ چھُم
أچھَن تل چھُم پناہ چھوٚنہٕ مےٚ دامن یا رسوٗل اللہؐ

دِلن ہُنٛد ژے تمنا چھُکھ تہٕ ذِکرن ہُنٛد مُد عاژے چھُکھ
دوہس راتس، سحر وقتن تہٕ شامَن یا رسوٗل اللہؐ

فیاضس ستھ چھِ چانی بَس، چھُ کیاہ بیٚیہِ شاعرس حاصِل
ہلم دارِتھ چھُ دِس کینٛژھا ژٕ صدقَن یا رسوٗل اللہؐ



# نعت شریف

لفظٕ گُل ہِوی پھولاں، چھُس نعت لیکھاں
قلم خوشبو ژھٹاں چھُس نعت لیکھاں

دِواں آلو بہٕ چھُس لَس ماہ جبینسؐ
مدیٖنچ کَتھ تُلاں چھُس نعت لیکھاں

یُتھے زیٚوِ پیٹھ یِواں چھُم ناو تُمٕی سُنٛد
بہٕ چھُس وجدس یِواں چھُس نعت لیکھاں

وتن تہِنٛزن زُوٗل کرٕنک طما چھُم
نبٕکی تارَکھ گہاں چھُس نعت لیکھاں

مُحمدؐ، یا مُحمدؐ، یا مُحمدؐ
یہَے تسبیح پھِراں چھُس نعت لیکھاں

پُرِتھ یٰسین، مُدَثِر یا مُزّمِل
پراں پھِری پھِری قُرآں چھُس نعت لیکھاں

اَکُے دیدار بَس اَکھ اورِ زوے چھُم
یِواں لولس زباں چھُس نعت لیکھاں

نصیبس تھاوِ تمہِ کوچِ سُہ خوشبوٗ
یہے دٔش چھُس گنڈاں چھُس نعت لیکھاں

فیاضسؔ آش تُمی سٕنز گاش چشمن
بہٕ اُتھی گاشس وُچھاں چھُس نعت لیکھاں



# نعت شریف

دِلے چھُ بُلبُلن وُزاں صلو علیہِ دایما
رنگن اندر چھِ گُل ژھٹاں صلو علیہِ دایما

چمن چمن چھُ مُشکبار برٕگ برٕگ چھُ تابدار
وُڑاں چھِ جانور گیۄاں صلو علیہِ دایما

ژٕ چھُکھ تہٕ چھُم صُبح پھولاں چھِ چانہٕ موکھ شفق وِسان
ژٕ روتلبن تہِ چھُکھ گہاں صلو علیہِ دایما

فلک سِتارٕ آلوٕاں مَلک ژٔے رِکیٚت زوُل کراں
خلق چھِ لولہٕ ساں پراں صلو علیہِ دایما

ژٕ چھُکھ تہٕ آسنک سبب چھُ چۄن عالمٕے عجب
ربس اوَے چھُ خوش کراں صلو علیہِ دایما

زمین کیاءِ آسمان وتن وُچھاں ژٔے لا مکاں
خُدا ژٔے پانہٕ میزباں صلو علیہِ دایما

ہوا ژھٹاں امار چوٚن فِضا چھُ ہیتھ خُمار چوٚن
بہار موسمن تھٕکان صلو علیہِ دایما

دِلن رچھاں ژٕ آش چھُکھ رُحن سکوٚنہٕ راش چھُکھ
گٹن ژٕ گاش چھُکھ دِواں صلو علیہِ دایما

پرٛ ژِھو مہٕ کاٰفیت چھِ کیاٚ یہِ میچھرے چھُ بے بہا
یِواں تِتھے چھُ بر زباں صلو علیہِ دایما

بہٕ چھُس بےٚ بَس تہٕ ناتواںؤں گوڈٕکس مےٚ چھُم نِشان
مےٚ پوٚشی تَن یہِ پڑھ تہٕ شان صلو علیہِ دایما

ژٔے رِکیُت نیاز چھُس تھواں پنُن یہِ سَر ،یہِ زوٚ تہٕ جان
فیاضؔ چوٚن نعت خان صلو علیہِ دایما



# نعت شریف

قلمس چھُ آناں شوقہِ یہِ عنوان مدینُک
حرفَن تہِ نبہٕ ناوان چھُ نوٗران مدینُک

شوٗبان چھِ یتھ کاینالس شوٗب مدینٕچ
احسان چھُ کُلِ عالمس احسان مدینُک

زیٚوِ پیٚٹھ تہِ مُحمدؐ تہٕ وچھس منٛز تہِ مُحمدؐ
جانانہٕ چھُ پرٛتھ عاشقس جانان مدینُک

لس خوش نصیبس آسہِ کیاہ امہِ کھوتہٕ وٕں نصیبس
یَس آسہِ مہربان، مہربان مدینُک

یِٚتہِ کُس نہٕ گُلِستان کراں لوٗز تَتھ واوَس
اِدٕ فُرٕ کراں یَتھ پانہٕ گُلِستان مدینُک

کُس کُس نہٕ قداور چھُ فِدا تَتھ قدس سپداں
کُس کُس نہٕ شہنشاہ چھُ مدح خوان مدینُک

سوزاں دوا دادٕن چھُ بوزاں پانہٕ دُعا سائٕنۍ
مرضن چھُ شفا، بس سُہ شفا خان مدینُک

تس بختہٕ بُڈٕس آسہِ بدس معرفتُک جام
یس آسہِ حبیبٕنس گہاں عِرفان مدینُک

سوچاں بہٕ تمن کوچہِ گلن نالہِ مُتۍ کرٕ ہا
توشاں چھُس بہٕ تہِ ڈیشہِ ما ڈالان مدینُک

اچھرن بہٕ جراں لول، لیکھاں نعت چھُس فیاضؔ
چشمن مےٚ طما چھُم دِلس ارمان مدینُک



# نعت شریف

حرف حرف چھُ نعت خاں لۄفظ لۄفظ چھُ التجا
سُہ آنٛتھہٕ روٗس چھُ بے بہا، بہٕ چھُس غوطن زِلیٚکھٕ کیٚا

تِتھے تہٕ آسہٕ ہکھ ژٕ ما خمارٕ ہوٚت دوہے دواں
ہواوِ ڈیوٚٹھمُت چھُتھن ظٔہری، ژےٚ کوٗئے مُصطفٰےؐ

یَسنٛدِ امارٕ گُل پھولاں، برٕگ برٕگ مُشک ژھٹاں
گُلاب، یاسمین کیٚا، چَمن چَمن چھُ تس فِدا

دروٗ دِ روزٕ شب پراں، مدینہٕ چھِن وتن وُچھاں
پھولاں چھُ تارکن جبین، گہاں چھُ شوقہٕ ہوٚت فِضا

قلندرَن چھُ اورِ زو تہٕ عأرِفن چھ جستجو
نبیؐ چھ گتھ کراں تٔمِس، سُہ روے چھُ مُرسلن مُدعا

سُہ رحمتچ نظر سٔرِتھ، سمندرن چھِ عاجزی
سُہ سِر چھُ اکھ عظیم سِر سُہ آگُرے چھُ بے پناہ

فرش چھُ عظمتس نِثار، رشک کراں چھِ کایِناتھ
عرش تیٚمِس چھُ میزباں، مٔنزِل تیٚمِس چھُ مُنتہیٰ



# نعت شریف

شامِ عرِفان، صُبح نۏراں رحمةً اللعلمینؐ
عالَمس بۏڈ بارٍ احساں رحمةً اللعلمینؐ

سۏنتۂ سبزارس، بہارس، شۏب شانِ مُصطفٰےؐ
تاپۂ صحراوَن بہاراں رحمةً اللعلمینؐ

شبنمس زیوِ پیٹھ مُحمدؐ، پوشہِ ٹورٛن یا رسۏلؐ
صُبحکس واوَس خُماراں، رحمةً اللعلمینؐ

عرشہِ چیٛن بالا درٛن ژۏل میزبأنی ہُنٛد طَما
فرشہِ پیٹھ کھۏت شاہِ خۏبان رحمةً اللعلمینؐ

زۄنہِ بۆرنۄرک ہلم، رۄٹ تارٕکو کھونہِ آفتاب
رأژ پہرَن دژاو تابان، رحمۃً اللعٰلمینؐ

گاش چھُم چشمن، مدتیٚنج آش چھَم، کیہِنہٕ چھُم نہٕ غم
لولہٕ مَن چھُم شولہٕ ناوان، رحمۃً اللعٰلمینؐ

کتھ نہٕ صحراوس چھُ بخشاں ناگہٕ رادَن ہٕنز وُزِنۍ
کتھ نہٕ چمنس مُشکہٕ ناواں رحمۃً اللعٰلمینؐ

جانوارن شوقہٕ ووتلان بول بوٚچھ نعتہٕ لَے
بے زبانن زہو چھُ بخشاں، رحمۃً اللعٰلمینؐ

ازتہِ چھاخألی ہلم کانٛہہ، ازتہِ چھا کانٛہہ تریشہِ ہۆت
از چھُ پھِری پھِری بأگہٕ راواں رحمۃً اللعٰلمینؐ

ازلہٕ ابدُک رازِ آگُر، کاینِاتُک کُن مُدعا
شاہِ دیٖن، محبۄب سُبحان، رحمۃً اللعٰلمینؐ



# نعت

یَسُنٛد آسُن سبٕٹھا خوٗش لا مکانس
تَسُنٛد آسُن چھُ نپہٕ ناواں جہانس

یِواں زیٛوِ پیٛٹھ مُحمدؐ، یا مُحمدؐ
دِلُک بُلبُل چھُ بولاں نعت خوانس

الف تا یے اَسہِ اسرار باۆنِ
ٲمی پرناۆی أسی معنی قُرآنس

یَسُنٛد آسُن چھِ پیغمبر تہِ مولہٕ واں
سُہ پیغمبر چھُ رہبر پرٛتھ زمانس

قلم باواں، ہلم ہاواں تمس کُن
دِیوٗ نا جایہِ رَژھ تل سایانس

مدینک واوتس اِدِ فُری کراں چھُس
نبیؐ سُند ناو یِمہٕ جوٗرمُت دہانس

ییٚمس کٔر لامکانن میزبأنی
چھُ سُے عنوان شوٗبان مدح خوانس

فیاضسؔ چھم تسٕنز قلمس روأنی
یوہے میراث چھُم باساں مےٚ پانس



# نعت

گُلزار چھُ بَس شۄبہٕ وُن گُلزار مدیٖنُک
انہار فقط تابہٕ وُن انہار مدیٖنُک

کَس کَس نہٕ پھۆلِتھ آو جِگر دڑٛاس تمنا
کس کس نہٕ أچھَن گاش چھُ انوار مدیٖنُک

تس کُن چھُ ہلم دارٕ نچ ییٚتہِ کس نہٕ أ کِس آش
سردار چھُ کُلِ عالمُک سردار مدیٖنُک

پرٛتھ کأنٛسہِ تٔمِس نازنیٖنسٕ پیٹھ چھُ سٹھا ناز
مولہٕ واں چھُ پرٛتھ کانٛہہ شوقہٕ ہۆت شہکار مدیٖنُک

تٚس خوش نصیٖبس ہیوٚ چھُ بێیہِ کُس بادشاہ بے شک
یٚیمی خوش نصیٖبن پانہٕ کوٚر دیٖدار مدیٖنُک

گَس گَس نہٕ تَسُنٛد ناو ہیٚواں دژاے دِلٕکی شوق
گَس گَس نہٕ وُچھن پیٖٹھ چھُ یِوان شعر مدیٖنُک

ازلی تہٕ ابدی راز أمی کاینِاتُکی بأوی
گَو پردٕ اسرارن تُلاں اِظہار مدیٖنُک

دِل چھُم دِواں آلوٚ کراں گرٛاوِ یہِ چھُم لول
وُچھہَن بہٕ أچھو ٹوٚٹھ سُہ دِلدار مدیٖنُک

فیاضہٕ قَلم یێلہِ ژٕ تُلکھ یێلہِ ژٕ لیٚکھکھ نعت
بوزَکھ ژٕ گَنو خوش یِوُن گُفتار مدیٖنُک



# نعت

ہِرن آگُر سُہ عرفانُک سمندر
تیٚمس ناوس فِدا ئُڈی بُڈی قلندر

چھِ کَس تتھ عظمتس کُن چشمہٕ واتاں
اتھِن گے حاٸرتَن گُم گُم سخنوَر

کراں گُل تس چھِ لولہٕ متہٕ لاے ناوَس
دِلن منٛز تس چھِ للہٕ ناواں دِلاوَر

تَسُند آسُن چھُ سُے ہاواں تہٕ باواں
یَسٕندی شوقن سُہ پانے کوٚر مُنوّر

تِمے یِمہٕ شوٗبہٕ ہن آءسنۍ بدَس گُرٕھی
جرن کِتی گَس چھِ نعتس تیتی جوہر

نبیؐ سُنٛد ناو، ہیتھ یُس نعت سوزاں
مدینٕک واو تس سوزاں چھُ ادفَر

سُہ یُس یوٗنٛدمُت چھُ ربُ العالمین
تٔمِس عاشق وٕنٛداں پادَن پٔننۍ سَر

وَنس کِتھٕ کٔنٛزٕ مےٚ ہلمس چاک کٔری ہم
قلمکارس وناں از چھِم گدا گر

وٕزِن تِم، چھُکھنٕ کُنہِ لایق فیاضَسؔ
پٔننۍ پرٛژھ چھم مُحمدؐ چھُم مےٚ یاور



# نعت شریف

شوقن چھُ گوٚمُت واو ظٔہری سوے مدینہ
مُشکان اگر چھَس تۂ چھِ خوٗشبوے مدینہ

پڑٛہزلاں چھُ تٔمِس خوش نصیبس مأری موٚنٛد انہار
پُر خاب أچھو ڈیوٗڈھمُت تیٚمی روے مدینہ

شٚہجار چھُ انوار تَسُنٛد تاپرٕن بخشاں
سأراب صحراون چھِ کراں جوے مدینہ

چھُس مُحبتن لیکھاں بۂ یُتھے ٹوٗٹھ مُحمدؐ
حرفن چھِ پھولاں گُل تۂ یِواں بوے مدینہ

لا چار گرڑھاں چھُس تۂ رچھاں چھُس بۂ تسڑ آش
نپۂ نوٕمُت تیٚمی ماہ جبیٖنن روے مدیٖنہ

پرْتھ ساتۂ وُٹھن پپٹھ مےٚ یِواں چھُم سُہ تَسُنڈ ناو
پرْتھ ساتۂ دِلس چھُم سُہ نِواں سوے مدیٖنہ

دَے بوزِ ہسم میٚتۂ نیرِ ہسم أنٛدرُیم یہِ تمنّا
بۂ تہِ واتۂ ہا کُنہِ ساتۂ اگر کوے مدیٖنہ



# نعت شریف

چھُ ہاوُن گُیٚت نہٕ گَتھ طرفس مُحمدؐ
چھُ باوُن گُیٚت نہ گَتھ حرفس محمدؐ

شرف ٲسۍ سُنٛد چھُ حاصِل کُل جہانس
شرف باساں چھُ پرٛتھ شرفس محمدؐ

عرش باوان چھُس اسرأری آسُن
سُہ آسُن ہیٚتھ یِواں فرشس محمدؐ

قداوَر ہے قدم بوسی کراں چھِس
سرَس قدٕ کِنۍ چھُ پرٛتھ سروَس محمدؐ

ہواوَس خوش یِوٕنۍ خوشبوٗ، مدآیٚنۍ
چھُ مُشکاواں نہٕ گَتھ چمنس محمدؐ

چھُ ہاواں کُس نہٕ تٔمۍ ہشٕز دژٕے چھُ شوقن
تھواں پأرِتھ نہٕ کُس جِگرس محمدؐ

پرُن چشمو دِلس خوشوُن چھُ باسان
چھُ ناپان گَتھ نہٕ روٗپہٕ ورقس محمدؐ

سُہ ختم المُرسلین، فخرِ دُوعالم
وصف پانٔے چھُ پرٛتھ وصفس محمدؐ

برَس کُن لتس ہلم دأرِتھ چھُ عالم
تھوان نادن نہٕ گَن ییٚتہِ کس محمدؐ

لفظ کوتاہ جرَن اتھ نامِ پاکس
چھُ ٹاٹھِن مٔنز نہٕ گَتھ لفظس محمدؐ

یِوان زیٚوِ پیٹھ چھِ ییٚلہِ عرضی فیاضسؔ
نپان کاکذ، وُزاں قلمس محمدؐ



# نعت شریف

زہو چھِ آلو دِواں مدٰینس کُن
چشمہِ پھِری پھِری وُچھاں مدٰینس کُن

خوشبویَن مثر یہِ پوشہِ ؤنی خوشبو
لولہِ والین نِواں مدٰینس کُن

شوقہِ پأراں چھُ اِدفرن کوچن
واو صُبحے دواں مدٰینس کُن

اَتہِ چھُ بُلبُل ٹُلاں دروٗدَن لَے
گُل چھِ پھوٚلی پھوٚلی یِواں مدٰینس کُن

آفتابس سُہ روٗے چھُ چشمن تَل
احترامَن گھاں مدٰینس کُن

عاشقن سئرؠ کراں نبیؐ نۄران
رِنٛد چھِ پھِرؠ پھِرؠ گرٛھاں مدٲنس کُن

اُمتس کُنٛیت چھُ تس ہلم دٲرِتھ
اورِ رحمت وساں مدٲنس کُن

ناد لایم دِلُک طما نیرِم
گٔلؠ گنٛڈِتھ چھُس بِہاں مدٲنس کُن

چھُم نہٕ طاقت بہٕ نیرِ اتھ سفرس
پۆز یہِ دِل چھُم پکاں مدٲنس کُن

چھُم نہٕ لیکھُن تگاں وٕں گو باضیے
شعر کانٛہہ چھُس لیٚکھاں مدٲنس کُن
چھُم فیاضسؔ سبٛھا یہوے آسُن
چھَم مےٚ قلمس زباں مدٲنس کُن



# نعت شریف

تھیئُن فرشس پئُن جاناں مُحمدؐ
عرش مولہٕ واں تہٕ بَس مولہٕ واں مُحمدؐ

ہراں حرفن چھِ گُل اِدٔری چھُ معنی
سُہ اکھ عنواں، چھُ اکھ عنواں مُحمدؐ

دوہُک افتاب چھُم انہار تٔمی سُنٛد
شبَس تارکھ نبس تاباں مُحمدؐ

پھولاں چھُم دِل، رُحس فرحت چھِ میلاں
یُتھے شوقَن بہٕ چھُس لیکھاں مُحمدؐ

یہِ پڑھ چھَم تاپہٕ صحراوَن بہاراں
زرد بٔجرن چھُ سبزاراں محمدؐ

پگہہ زَن کریٹھِ چھُس سوچاں اماّ پوٚز
وُٹھن پیٹھ چھُم تِتھے میٹھاں محمدؐ

شفق شاہکی سُہ اَکھ پرتَو جمالُک
پھولاں صُبح تہٕ چھُم نورٕاں محمدؐ

سوالَن چھُس سنان، پھِری پھِری سنان چھُس
جوابَن چھُم فقط شوٗباں محمدؐ

سُہ تیٚمی سٔنٛدِ شوقہٕ پأروُن یہِ عالَم
محمدؐ، صاحِبِ قُرآن محمدؐ

نصیبس گٔژھ سُہ وِز آسنٕ فیاضَس
سُہ وِز ییٚلہِ آسہِ ہیٚس گاراں محمدؐ



# نعت شریف

دِل تہِ ژیلی کُیت تہٕ زۏ تہٕ جان ژیلی کُیت
پان کیٚا گو چھُ کُل جہاں ژیلی کُیت

زۏن افتاب شوقہٕ پأراواں
تارکن ہُنٛد یہِ کہکشاں ژیلی کُیت

فرشہٕ والین تھیکُن چھُ آسُن چۄن
عرشہِ وأرِس چھُ لامکاں ژیلی کُیت

شوقہٕ اِدرۍ گُلاب سُمبرأوِتھ
نعت پأراں چھُ نعت خاں ژیلی کُیت

بول بوشس یہِ لَے چھُ چۄنُے دِیُت
پوشہِ نۄلس چھُ خوش دہاں ژیلی کُیت

گرِد ڈُونس لگن وتَن چانٛن
چشمہ رٔژھرِتھ بہٕ چُھس تھواں ژِیِی گُیت

ژٔن زمیٖنس چھُ چانہِ موکھہٕ لوٗگمُت
ڈیڈِ گٔنڈی گٔنڈی چھُ آسماں ژِیِی گُیت

شامہٕ شفقن بدس چھُ چوٗنے نوٗر
واو صُبحُک مُشک ژھٹاں ژِیِی گُیت

توٗش سکہِ لبو تہٕ سر سبز کٔری تھکھ
کتھ نہٕ گوشس چھِ گُل پھولاں ژِیِی گُیت

مُصطفٰیؐ، مُجتبٰیؐ صلِ علیٰؐ
ناو اَکھ اَکھ چھُ مدح خاں ژِیِی گُیت

زبو یہِ قلمس فیاضؔ تِلہٕ گاٹھس
دِیُت چھُ چوٗنے تہٕ چھُس لیٚکھاں ژِیِی گُیت



# نعت

چانہِ اِظہارُک مُدعا بَو لا مکانس یا نبیؐ
پوشہِ وُن نوٗرانہٕ پریزٕ لوٗوُن جہانس یا نبیؐ

موٚمِنس تقوا چھُ بخشاں چانہِ عرفانٕک مُقام
لااِللہ مٔنزِل چھُ چأنِس کاروانس یا نبیؐ

اُمتس چأنِس چھُ صلواتن تہٕ روزَن ہُنٛد سروٗر
روزٕ شب خوشبوٗ چھِ مُشکاں پرٛتھ دہانس یا نبیؐ

چأنۍ تعشوقن مُعطر کوٚر ہوا، مُشکیوٚو فِضا
تارکو پأراو کوٚرمُت آسمانس یا نبیؐ

دِل پراں یا مُصطفٰیؐ، یا مجتبٰیؐ صلِّ علیٰؐ
گُل پھولاں بے وایہ شعرن نعت خوانس یا نبیؐ

تُہنٛدِ ایثارِچ مِثالا، عالمس روشن کِتاب
رہنما، راہِ ہِدایت، پرٕتھ زمانس یا نبیؐ

اورِ زوٕے اوٗسس تہٕ اِظہورُن پئُن شوٗقل امّار
اوبروٕے ژٕے تا ابد چھُکھ پرٕتھ زمانس یا نبیؐ

نعت پرٕنس چھُم نہٕ از روٕیے سماں رسہٕ کِسرِ چھُس
شعر گُرٕتا متھ چھِ درِدس ناتوانس یا نبیؐ



# نعت

ژٚے چھےٚ نعت خاں لامکاں یا مُحمدؐ
مُنوّر ژٚے کوٚرتھن جہاں یا مُحمدؐ

ژٕ جانِ چمن چھُکھ تہٕ چوٚنُے تصوُّر
گُلابَن مُعطر کراں یا مُحمدؐ

یہِ عالم چھُ سورُے مدٟینُگ مدح خاں
فِدا چھُے زمیٖں آسماں یا مُحمدؐ

جبیٖنس چھُ چوٚنے حُسن آفتابس
ژٕ چھُکھ تارگَن منٛز گہاں یا مُحمدؐ

وُچھِتھ روبرو شوکتِ مُصطفائیؐ
چھُ سرخم کراں کہکشاں یا مُحمدؐ

ژِ چھُکھ از ازل لامکانُک تمنّا
ژِ چھُکھ تا ابد جاوِداں یا مُحمدؐ



# نعت شریف

دِل ژٕمِس رٗوچھ نہٕ شاہِ لولاکنؐ
دِیُٹ نہٕ کس کیٚا رسوٗلِ مختارنؐ

ناو ژٕمۍ سُنٛد گُلاب گٕنٛزراواں
شوٗب خوشبوٗ ییٚنٛز چھِ گُلزارن

نوٗر نپہٕ وُن ییٚمِس رَبن دِیُٹ مُت
کُس نہٕ پراراں ژٕمِس چھُ دیدارن

کس بمارس نہٕ خبرِ بوَ واتاں
غم گَسُنٛد ہیٚوت نہٕ پانہٕ غمخارن

آفتابٕے چھُ تارگَن باوان
کانٛہہ شُمارے مےٚ وُچھ نہٕ اسرارَن

مُرسلن سَر، سُہ پیشوا نبِین
سر بُلند سُے سرَس چھُ سردارن

مصطفأیِی چھےٚ عالمس اعزاز
ٹوٗٹھ عنواں، عظیٖم در بارن

کُس نہٕ شوقن پراں چھُ صلِّ علٰی
کس نہٕ سُرخی چھِ جِگرٕ کٲن پارَن

کُس نہٕ نعتس اندر چھُ لَس لیکھاں
گفتگوٗ دِیُت مےٚ چاۍنٕ گُفتارن

روضہ پاکس لیٚکھِتھ مدیٖنس منٛز
دِیُت یہِ آسُن مےٚ چاۍنٕ اِظہارَن

روزِ سوزاں فیاضؔ لوٚلچ ڈٲلی
بوزِ عرضی مےٚ راۍضی گژھہِ شعرَن



# نعت شریف

چھُم محمدؐ یتھُے یِواں عنوان
گُل چھِ پھوٚلی پھوٚلی یِواں فِضا مُشکان

زوٚن تارِکھ وُچھاں مُدے گٔنڈی گٔنڈی
تتھ جبینس چھُ آفتاب گھان

آشہِ تُٔمی سِنٛزِ نواں پھولاں عاشق
گاشہِ تُٔمی سِنٛدِ چھُ گُل جہاں پرٛزِلان

فرشہِ والین فخر تَسُنٛد آسُن
عرشہِ وٲلِس سُہ پایہِ بوٚڈ مہمان

گردِ پھٔلی شوقۂِ ساں ژھٹاں خوشبوٗ
پوشہِ پادن تٔمِس گُلاب ہران

آسمانس تھیٚکُن چھُ سُے میٖراث
یَتھ زمیٖنس بَدس چھُ سُے نوٗران

یَژھ تہٕ پَژھ چھَم مےٚ پوشہِ ؤنۍ دولتھ
چھُم یہِ کیٖژھا چھُ تٔمۍ سُنٛدے احٕسان

سٔری چھِ صحراو، تاپرٕن شیٚہجار
بأگہِ راواں چھُ رحمتُک باران

تَس بَدس کُنٛز چھِ جنٛتٕچ فیاضٓ
لولہِ واللہٕن چھُ پانہٕ بر مُژران



# نعت

ئُم لفظِ پأرکھ، جرَن لوپچ ِکتاب
راش گُرڑھ لیٚکھنس مےٚ نعتِ آنجنابؐ

رحمۃً للعٰلمینؐ، خیرُ البشرؐ
رہنمائے حق، سُہ رہبرِ اِنقلاب

اورِ زوہیہِ تیٚمی سُئذِ عشق ابدی سپُد
تِڑھ حسین صوٗرت، حُسن اتہِ لا جواب

فرشہِ پپٹھ عرشس یَسنڈیٚ نپہ وُئی نِشان
شاہسوارِ لا مکاں، تیٚمی سُنذ خطاب

گَتھ جیٚنچ ہے تُلو تَتھ چھِس ہَران
تابہٕ وٲنۍ تارکھ پرٛزلوٲنۍ آفتاب

خوشبوٗن منٛز پوشہِ وٲنۍ خوشبو تسٕنٛز
شوقہٕ تیٚمۍ سٕنٛدِ تَر چھِ صحراون گُلاب

کٕنٛڈۍ وتن مُشکیے، تِیُٚتھ دِیُٚت نکھ خلوٗص
کالہٕ حبشن پرٛوو مدنی آب و تاب

تُِٚتھ قداور، یتھ قدس چھُنہٕ کانٛہہ تہِ حد
تِیُٚتھ دِلاوَر، تیٚمۍ دِلن دِیُٚت نوٚو شباب

اُلفتک تِیُٚتھ مس چھُ گُفتارس وُزاں
دوس کیٚاہ دشُمن چہِ سپدان فأض یاب

پوٗشی تَن یا رب فیاضسؔ روز و شب
بَس یہَے اَکھ گَل یوہے اَکھ اِضطراب



## نعت شریف

لا مکانٕکی آیہِ گے اِظہار تے
آفتابَن رۄٹ نۆوُے انہار تے

رحمتس داراں ہلم از شش جہات
لولہِ مُتۍ چھاواں چھِ از شیٚہجار تے

از چھُ صحراوَن گُلابَن ہُنٛد خُمار
از چھِ پرٛتھ نارس پھولاں گُلزار تے

ڈاٲلی ہٮ۪تھ چھُس ڈیڈِ تَل رۄح الامین
تاج پاٲرِتھ اُمتّٕک سردار تے

بے بہا لولس دِتُن پانے ظہوٗر
مانہِ لوٚب حرٔفو بنیے گُفتار تے

واو صُبحُک تَس دِواں آلو فیاضؔ
رأتی رالتس آسہِ یُس بیدار تے



# نعت شریف

نۄرانہٕ اۆنٛد پۄک نۄرٕ کُے انہار مدیٖنس
نۄرآنی ڈیکس پوشہِ وُن اِظہار مدیٖنس

یُٔمی کأیناتس بأوی موٗلی راز حیاتکی
سیٖنس اندر سُے قُدرتُک شاہکار مدیٖنس

یُس نۄر کھٔٹتھ لامکانس اوس وچھس منٛز
اِظہار سپُد گے گُلن انٛبار مدیٖنس

پیٚیہِ تاپہٕ کرٛاین ناگہٕ نیٚنٛدٕر پرٕد تہِتھُے وۆتھ
سُے سایہِ ژوا پأری سُہ شیٚہجار مدیٖنس

کھوٗت سوٗنتہٕ سرِی ژٕ د وَنن نوِ آیہِ بہاراں
مُشکیے سیٚکستان پھوٗلی گُلزار مدینس

مُرسل چھِ کراں واو نبیؐ لوزِ کراں پھِس
تختس چھُ بیہتھ بختہٕ بوٗڈ سردار مدینس

اے بادِ صبا جان وتن نذرانہٕ دِمے بہٕ
از میٛانہِ باپتھ منگتہٕ اَکھ دیدار مدینس

ارمان نیرن ژٕ دونن چانن تہِ پھولن گُل
فیاضٓہٕ غم مُشراو، ہلم دار مدینس



## نعتِ شریف

چھُ نَب نۄراں پراں نعتِ مُحمدؐ
شفق شولاں پراں نعتِ مُحمدؐ

عرش کُرسی کراں فلکن مُبارکھ
زمیٖن اسماں پراں نعتِ مُحمدؐ

سنگر مالن چھِ پھوٚجِمژ نۄرٕ ژادٕر
صبا ناپاں، پراں نعتِ مُحمدؐ

مُبارکھ، عربہٕ کِس تختس مُبارکھ
بخت پژٕ بزلاں پراں نعتِ مُحمدؐ

گُلابس شبنمن چھٔلی داغ وۆنس
ژٕ گرٛھ دوراں پراں نعتِ مُحمدؐ

نٕصف راتن حیاتُک پیٛالہٕ ہتھ کھۄت
سرِی تاباں پراں نعتِ مُحمدؐ

مےٚ گَو معراج حاصِل پاد رٹٕہٕ ہس
نماں اسماں پراں نعتِ مُحمدؐ

چھِ آمُتۍ شوقہٕ گُل، ونہٕ واں چھ بُلبُل
فِضا مُشکاں پراں نعتِ مُحمدؐ

زباں چھٔلی چھٔلی لفظٕ پأراں چھُ فیاضؔ
قلم لیکھاں پراں نعتِ مُحمدؐ



# نعت شریف

بۂ شوقن نعت لیکھنٛچ کل کراں چھُس
مُحمدؐ ناو ہتھ آلو دِواں چھُس

ہیٛواں کاکذ ژھٹُنٛ خوشبوٗ مدتیٛنٛچ
لفظ وجدس یِواں أندری پھولاں چھُس

ہلم دأرِتھ بۂ چھُس خأراتھ ژھاراں
نظر اَکھ رحمتیٛچ پھِری پھِری منٛگاں چھُس

دروٗدِ چ لَے تیٛتھُے گوشَن گرژھاں چھَم
چھوکن چھَم دَگ ژلاں پانے بلاں چھُس

سمأئی چھُم نہٕ روے بہٕ تہٕ حال ونہٕ ہس
بہٕ زَن ونہٕ ہس، ؤنَس کتھہٕ کٔنٛز کلاں چھُس

سِیاہ نامس کُنتھ پنہٕ نِس نظَر چھَم
گرٛژھاں رسہٕ کِسرِ چھُس ائدری کلاں چھُس

گَمو حالو بہٕ چھُس لا چار کوٚرمُت
ؤنَس کیٚا کیٚا یَمو چشمو وُچھاں چھُس

پرٛژھاں ییٚلہِ محشرُک حأصِل مےٚ کانٛہہ چھُم
مُحمد مُصطفےٰؐ پھِری پھِری پراں چھُس

اَچھر نعتکۍ تھواں ژأرِتھ چھُ فیاضؔ
قلم کاکذ پٔژن پأرِتھ تھواں چھُس



# نعت شریف

تہِ آسۄا زانٛہہ پزیے لیکھم جبینس
یمو چشمو ڈُوُن کوچن مدینس

بُتھ ہے سمہِ ہسم تہٕ ونہٕ ہس حال بوزُم
جِگر پھولہِ ہسم تہٕ دَگ لوتہِ ہیے مےٚ سینس

سُہ عظمت باوٕ نس لفظن بِتُر چھَا؟
بہٕ کیٛا تعریف کرٕ تس نازنینس

یہِ خوشبوٗ چھَم تٲمی کٔر مےٚ عنایتھ
گُلابن وۄن کنَس تل یاسمینس

شفق شاۂلکی تہٕ صُبحُک نوٗر رُم رُم
جبیٖنس آلہِ واں لٔتس ماہ جبیٖنس

سُہ شب فرٗشس تہِ عرٗشچ میزبأنی
سُہ شب ہوراں چھِ وُنہِ تارَکھ زمیٖنس

ندامتھ زوٗنہِ آفتابس چھُ سر خَم
چھِ لَچھ افتاب پادَن لٔتس حسیٖنس

نصیٖبس چھُم نہٕ کَم کینٛہہ بادشأہی
غلامن منٛز بہٕ چھُس شاہِ مدیٖنس



# نعت شریف

وَنے زِ آفتاب چھُکھ<br>
مگر ژٕ لا جواب چھُکھ

قلندرن چھِ چأنۍ گَل<br>
رِنٛدن ژٕ آب تاب چھُکھ

ژٕےٚ کٔری نہٕ مورِخن لیۆکھُے<br>
عظیٖم اِنقلاب چھُکھ

علامژن چھِ زٕبو کلان<br>
ژٕ آنٛتھ رۄس کِتاب چھُکھ

نظر پېڅرۍ چھِ تارکن
عجیب اِضطراب چھُکھ

زمانۂ چانۂ لولۂ سُری
ژۂ لول بے حساب چھُکھ

ژےٚ نعت چھُے کَنَن گوٚمُت
صبا ژۂ پُر شباب چھُکھ

عرش یمُیٚک مُشک ژھٹاں
سُہ پوشہِ وُن گُلاب چھُکھ



## نعت شریف

یہِ سُرخی، یہِ خوشبوٗ یہِ حال اللہ اللہ
گُلابن چھُ وُچھمُت سہٕ خال اللہ اللہ

نبی لوٗزٕ کرٕ نس چھٕ یَس نازنیٖنس
جبیٖنس چھٕ لچھِ ہٕدی ہِلال اللہ اللہ

ہواوس مدیٖنچ گرٕد مُشکہٕ ناواں
فِضا ہیٚتھ چھُ رِشک جلال اللہ اللہ

زمانس، مکانس، جہانس چھُ حاصِل
سبٕتھا مُصطفایٖی جمال اللہ اللہ

فقط اکھ نظر اکھ نظر رحمتچ بَس

سمندر کراں چھِس سوال اللہ اللہ

عرش تا فرش، از اَزل تا اَبد سُے

مِثالن اندر لا مِثال اللہ اللہ

فِرشتن چھُ وِردِ زباں یا محمدؐ

چھُ عاشق تیٚمِس لا یزال اللہ اللہ

بہارَن چھُ تٔمۍ سُنٛد حُسن شولہِ ناواں

ہراں پایہِ نازَن چھِ لال اللہ اللہ

فیاضسؔ چھُ آسُن، لیٚکھُن نعت تٔمۍ سُنٛد

چھُ یَس آسنس منٛز کمال اللہ اللہ

......☆......

# نعت شریف

گُلن خوشبوٗ، دَلن فرحت مُحمدؐ
چھُ بخشاں بُلبُلن باوَتھ مُحمدؐ

سگٗر مالن پرٛژھِو پرتو گَسُنٛد چھوٗ
وچھَس منٛز شبنمس شیٚہلتھ مُحمدؐ

رٕشک یُمٕ سُنٛد کراں پرٛتھ خوٗب صوٗرتھ
چھِ اَکھ صوٗرتھ سُہ اکھ صوٗرتھ مُحمدؐ

لٕفظ پھٕرِ ہَن اما تِژھ راش ما چھَکھ
چھُ سَر پرٛتھ عظمتس عظمتھ مُحمدؐ

چھِ ژۄن اچھرن اندر کُل کاینٲتس
بِلا شک پوشہِ وٲنۍ پرٛزِنتھ مُحمدؐ

لیٛکھُن کِیُت چھُم سبٕھاہ اَکھ نعت تٔمہِ سُنٛد
تھیٛکُن کِیُت چھُم مےٚ بٔڈ دولتھ مُحمدؐ

نبَس سُرخی روٗخَس ابدی جمالٕچ
شبس نوٗرٲنۍ صُبحٕچ سَتھ مُحمدؐ

موٗلُل سرمایہِ چھُم فیاضہٕ حاصِل
چھِ دۄشوٲنۍ عالمَن رحمتھ مُحمدؐ



# نعت شریف

آیہِ عرءشکی آے ہتھ نوٗرانہٕ تے

جلوٕ ڈیٖشتھ گے فِدا مستانہٕ تے

تارگن منٛز شوٗبہٕ وُن نوٗر ہِلال

مارگن ہووُن پٕنُن جانانہٕ تے

مارٕ موٚت اوٗسس پٕنُن ظاہِر کرُن

مانہِ لوٚب حرفَو بٕنیے دُر دانہٕ تے

لا مکانٕک نامہٕ بَر روٗحُ الامیٖن

نازنیٖنس آو ہێتھ نذرانہٕ تے

لا شریٖکن شوقہٕ ییٚس وۄن والضُّحیٰ

تس چھُ از سورُے جہاں پروانہٕ تے

أمی ظہوٗرن کٔری مُنوّر شش جہات

تشنہٕ صحراوَن برِن پیمانہٕ تے

آش ہێتھ پراراں چھِ از سأری فیاضؔ

شاہِ لولاکس رٔٹتھ دامانہٕ تے



# یا نبیؐ

اکھ نَظر کٔری تو عنایت، اکھ عنایت یا نبیؐ
بے گَسن کٔری تو رفاقت اکھ رفاقت یا نبیؐ

تہُنٛدِ نۄراٮ۪کی سمندر زُوٗنہِ افتابس گھاں
تارگَن نۄرِکی ہَلم تہُنٛدُے امانت یا نبیؐ

داغ چھُم تہُنٛدے جبیٖنس، آش چھَم تہُنٛزِ دِلس
چھُم یوٚہَے سرمایہِ بیٚیہِ چھَم اَکھ ندامت یا نبیؐ

چھُس بہٕ کأشُر تاپہٕ ژٔنجہِ منٛز تریٖشہٕ قطرن کریشہِ وُن
زہٕو لُجم تالس، گوٚژھُم بارانِ رحمت یا نبیؐ

کاۤئِناتس دِژ یہِ صوٗرت خالِقن، دِیُت نس وجوٗد
آسنُک اِظہار تُٔمی کوٚر تہُنٛدِ باپت یا نبیؐ

چھُم نہٕ ییٚتہِ سمکھان مےٚ کانٛہہ تیُتھ داۤ دی کوٚٹھے، بوزِ ہم
توٚہہِ اگر باوَو نہٕ کس نِش کرِ بہٕ باوَتھ یا نبیؐ

چھُس بہٕ اَکھ عاشق مدیٖنُک، پوٚز سبٚھا لا چار چھُس
شوق چھُم بہٕ تہِ ڈیشہِ ہن دٔرِ یا یہِ شفقت یا نبیؐ

از ہلم داۤرِتھ وُچھاں، پڑاراں چھُ خاۤراتس فیاضؐ
دود چھُس أندری منگاں داۤدِس شفاعت یا نبیؐ



# ٹوٹھ نبیؐ نۆران

عرشکہٕ نۆرُک گہہ پیۆ وفرشس، رُمہٕ رُمہٕ گوگُمہٕ سۆران
بر بُکہٕ آمُت سر وۆتھ سُجدَس، لولَن لۆب عِرفان
اپھرَ و زۆو دِژ ابدی رازن، ازلن لۆب انہار
اِدِ فر مُشکوۆن آکاشس، ٹوٹھ نبیؐ نۆراں
اسوٕنہِ ہۆنٛجِہ کۆر رسہٕ رسہٕ لولن، وۆژھ وآنجہِ اظہار
کھسہٕ وٕنہِ سِرِیچہِ پڑو پیٚیہِ زگتس، واوَس آیہِ زبان
أنَس صۆرت دِژ معبۆدن آنہٕ بنیو و گُفتار
عشقن دِیُت انداز وجۆدس، آیہِ بنیے فُرقان
شوق پٔنُن معشوق بنوۆن، نارس پھۆلی گُلزار
انگہٕ انگہٕ رنگ پأرِتھ تخلیقس لانہِ لیۆکھُن ایمان



# یا محمدؐ

بہٕ ناوس ونٛدو جان و تن یا محمدؐ
تھٲویٚونا مےٚ گَن آلون یا محمدؐ

چھِ شمس و قمر گَتھ کراں لولہٕ چانے
توٚہی زندگی ہٕنٛدی متَن یا محمدؐ

اکیے نظرِ یَتھ کأیِناتس گُرٛوہُن ژٕوٕل
سیٚکِستان بنیے گُلبدن یا محمدؐ

نظر رحمتٕچ اکھ عنایَتھ کٔرِو نا
ہیٚیوٚنا خبر بے کسن یا محمدؐ

گوٗمُت سینۂ پُڑ پاڑِ چھُم، چھُس بہِ فلوا
مےٚ مہلامہٕ کٔرِ تو چھوکَن یا مُحمدؐ

زُواں چھُس مگر آش ہیتھ بس مدتیٚنج
یہِ آگُر چھُ میانِن پڑھَن یا مُحمدؐ

مےٚ نٔے تھپھ کٔرِو واوِ ژھٹھ پان چھٔکرِم
مےٚ چھوٚ حل توٗہی مُشکِلن یا مُحمدؐ

ژھ پاسیے مُدے چھوٚ گٔنڈِتھ اُمتّی از
کٔرِو دلبری عاجزن یا مُحمدؐ

توٗہے نِش چھِ فیضان عالم تہٕ فاضِل
توٗہی چھوٚ مُدعا مومِنن یا مُحمدؐ



# بےکیا لیکھس

چھِم نۂ لفظے دراں بۂ کیّا لیکھس
چھَم زبا نۓ کلاں بۂ کیّا لیکھس

بےَ قلم چھُس تُلاں ہوٕاں لیکھُن
چھُم نۂ روٗپی سماں بۂ کیّا لیکھس

شوقہٕ تیٚمی سُئنٛدِ چھُ گَہہ ژھٹاں افتاب
زوٗن تارکھ گہاں بۂ کیّا لیکھس

ڈالہِ سوزاں تیٚمِس، چھُ عرشِ عظیمؒ
مدح خاٗنی کراں بۂ کیّا لیکھس

اتہِ گُلابن مشان پٹُن آسُن
تِڑھ چھِ خوشبوٗ یِواں بۂ کیّا لیکھس

پانۂ عاشق تہِ چھُس دروٗدِ حضوٗرؐ
پانۂ مولا پراں بۂ کیّا لیکھس

لیکھِ کیّا کیّا سُہ رحمتُک آگر
سٔری چھُ سٔدرن کراں بۂ کیّا لیکھس

گتھ مدینس کراں دوہے عاشق
گٔرد چشمو ڈُواں بۂ کیّا لیکھس

گُل جہانس سبٔز کراں صحراو
گُل چھ شوقن پھولاں بۂ کیّا لیکھس

کأینانس بدس چھِ سُے عظمت
سُے چھُ فخر جہاں بۂ کیّا لیکھس

سُے چھُ نٔبین تہٕ مُرسلن سر تاج
شرفِ کون و مکاں بہٕ کیّا لیکھس

مکہ مدٲنس نپاں چھُ نوٗرے نوٗر
تس جبینس ہراں بہٕ کیّا لیکھس

دِل چھُ پھِری پھِری تُلاں یوے عنوان
چھُس بہٕ گٔلی گٔلی گرِٕھان بہٕ کیّا لیکھس

کرٕ بہٕ کُس کُس وصف تسُند اِظہار
چھُس نہٕ تِیُتھ نعت خواں بہٕ کیّا لیکھس

پان میوٗنے لگِن تٔمِس پادن
سُے چھُ جانِ جہاں بہٕ کیّا لیکھس

آسمانن چھِ عاجزی فیاضؔ
قد زمینس ہُراں بہٕ کیّا لیکھس



# میلا دالنبیؐ

موٚسِم بارانِ رحمت از چھُ میلاد النبیؐ
عالمس عنوان عظمت از چھُ میلاد النبیؐ

یتھ دوٚہس ازلےَ چھُ حاصِل لا مکانُک ٹاٹھنیار
عرشہِ پیٹھٕ فرشس سعادت از چھُ میلاد النبیؐ

کاینالس ڈالہِ سوزاں پانٕہ ربُ العالمین
اکھ موٚلُل پیغامِ وحدت از چھُ میلاد النبیؐ

رحمتً لِلعٰلمینؐ از نوٗرٕ سٔری عالم کران
نوٗرِ عِرفانٕچ چھِ پرٛزنتھ از چھُ میلاد النبیؐ

ازِیواں پھِری پھِری چھُ زیٚوِ پیٹھ یا شفیع المُذنبینؐ
محشرس کِیُت بُڈ وسالت از چھُ میلاد النبیؐ

ساقیِ کوثر، اِمام الانبیاء از جلوِ گر
جلوه ختم رِسالت از چھُ میلاد النبیؐ

شب سُہ اَکھ سۆنہاری شب، تیۆتھ یَتھ شبس چھِنہٕ کانٛہہ مِثال
شامِ نۆراں، صُبحِ رحمت، از چھُ میلا دالنبیؐ

نۆرِ کنوِ اَچھرَ و سپز تحریر اخلاچ کِتاب
شرفِ اخلاق و محبت از چھُ میلا دالنبیؐ



# عیدقربان

نبی آلوَن دڑاے سَر آلہٖ نا وان
مُبارک جہانس چھُ از عیدِ قربان
زمانس، مکانس خُدا گو مہربان
مُبارک جہانس چھُ از عید قُرباں

سُلے آزِموُن وَفا زندگی ہُنْد
خلیلسؑ ہیوٚتُن اِمتحاں بنْدگی ہُنْد
جبینس لیٚکھِتھ تھوِنس جانِ جاناں
مُبارک جہانس چھُ از عیدِ قربان

سُہ یَس تاج از دیُت ربُ العٰلمین
سُہ تیٚمی سُنٛد رٔشِک آسمانن زمین
سُہ تیٚمی بأطلس چاک کوٚرمُت گریبان
مُبارک جہانس چھُ از عیدِ قُربان

زمانن تہِ ہیوٚت لا مکاں پرٛزِ ناوُن
فِضا گو مُعطر، گُلن آو یاوُن
ہوا شوقہِ ہیتھ پوشہِ پھٔتی بأگہِ راوان
مُبارک جہانس چھُ از عیدِ قُربان

حبیبَس چھُ محبوٗبہِ سُنٛد دوہہ مُبارک
کراں لوزِ ناوس تٔمِس زوٗن تارک
حیاتس تہُنٛد تا اَبد روٗد احسان
مُبارک جہانس چھُ از عیدِ قُربان



# ماہِ نوٗ رانس مُبارک

پھُلے لُئج باغِ عِرفانس مُبارک
مُبارک ماہِ نوٗرانس مُبارک
فِرشتو کوٚر قرآں خانس مُبارک
مُبارک ماہِ نوٗرانس مُبارک

امارٍکی ژاٗنگی پرٕتھ گوشس چھِ تاباں
خُدا بٔندن چھُ رحمت باٗگہٕ راواں
چھُ سوزاں شاہِ خوٗبانس مُبارک
مُبارک ماہِ نوٗرانس مُبارک

ہوا مُشکوِمُت عرٕشکۍ خُمارن
وناں پأغام لولُک روزٕ دارن
ژندر تاباں چھُ اسمانس مُبارک
مُبارک ماہِ نوٗرانس مُبارک

دِلن از شادمأنی نازٕنین
گُلن ہٕنٛز نو جوأنی ماہ جبیٖنن
شمع صوٗرت چھِ پروانس مُبارک
مُبارک ماہِ نوٗرانس مُبارک

پھولاں ایمٲندارن نوٗر روین
پٔنُن مٔنٛزِل چھُ میلاں اورِ زوِیَن
رِندو ژٕری لعل دامانس مُبارک
مُبارک ماہِ نوٗرانس مُبارک

درۇ دَن شوخ لَے از جانبازَن

فِدا سورُے جہاں نعتن، نِمازن

یہِ محفِل لولہِٕ مستانس مُبارک

مُبارک ماہِ نوٗرانس مُبارک



# ژُمصری

بۃ چھُس نۃ نعت خاں ونس
بۃ آس ڈآلی ہیتھ بدس
ؤں گو یہِ اورِزوے مےٚ چھُم
مَن ہےَ پرِٛبس تۃ زوٗ وندس



وُ زِنۍ لُج شوقۃ چانے ناگۃ رادَن
چھِ وَاللہ آفتابس چانٛ لادَن
مدتیٛج گردِ چشمن زوٗنہِ تاباں
نبکۍ تارَکھ دِواں چھِ بوسۃ پادَن



دِلس منٛز پُشن پنأہی ہٕنٛز وتھا چھَم
لچھَس کارس مےٚ تُمٕی سنٛز اکھ کتھا چھَم

یہِ دُنیا آسی لتس یارن مُبارک
مُحمدؐ چھُم ـخُدا چھُم ـاکھ ستھا چھم



وٕنتھن گرٕبزٕنچ مُدٕر لَے چھُکھ ژٕ بخشاں
چھ چانے نوٗرٕ روئُلی شولہٕ ماراں
میٚتے تمہِ ساتہٕ کرٕہگھ اکھ عنایتھ
پٔنٕنٕ رحمت ژ ییٚلہِ چھُکھ بإٔگراواں



یہِ خوشبوٗ چھِ تُہنٛزے گُلن یا مُحمدؐ
مُعطّر چھُ چمنُک چَمن یا مُحمدؐ
ژےٚ چھِی آش ہٕتھ اُمّتی، چأنٕی عاشق
ژٕیے گاش چھُکھ موٗمِنن یا مُحمدؐ



مُحمدؐ کوثڑکی آگَر مُحمدؐ
مُحمدؐ بے کسن یاوَر مُحمد
چھُ باواں راز ربُ العٰلمینٔی
چھُ ہاواں جنتٔکی دفتر مُحمدؐ



ملکٔی نایاب گوہر، أنہٕ نوٗران
رِنٛدن تے موٗمِنن کِیُٛت مَے تہٕ عِرفان
یمے گٔے رحمتٔکی حدٕ روٗسی سمندَر
مُحمدؐ معرفت یٚیتہِ گَس نہٕ چاوان



جنوٗنن جامہٕ کٔری صدٕ پارٕ شوقس
ژٕوپاسے نوٗر پرٛزٕ لیوو کاینِاتس
حیاتٔکی پوشہِ گوٚنٛدی مُشکوو عالم
'رضا' گو پوٗرٕ پانس پاک ذاتس



وجۏدس آیہِ أزی عشقچ کہأنی

قُرأنچ کربِکھ گیہِ از ناگہأنی

دِلس کوٚڈ ذاتِ پاکن از تمنّا

باللہ لٔب آدمن أزی زِندٕ گأنی

(میلادالنبیؐ)



مأری موٚند، خوشوٗن، ژٕ سیٚٹھہے خوٗب چھُکھ

کایناتَس ہے ژٕ باساں شوٗب چھُکھ

چھِہ ربن نِیہٕ نووٕمُت نُورِ جبین

یا نبیؐ کُلِ عالمس محبوٗب چھُکھ



# نعت

نبٲی تارکھ چھِ لاراں شبس سوئے مُحمدؐ
نصیٖبس اوسمُت چھُکھ وُچھُن روئے مُحمدؐ

سُلیِے بُلبُل کراں اَز مدح خوٲنی مدٲنچ
گُلن أنٕزٕ چھِ واوَن سُہ خوشبوئے مُحمدؐ

وناں ناگَن چھِ ڈٕرِیا سُہ آگُر أسی تہِ وُچھِ ہا
سمندر تیِے چھِ ژھاراں فقط جوئے مُحمدؐ

نِپُن نوٗرانہٕ تُٔمی سُنٛد چھِ تٲرٟخَن تہِ عظمت
پھِرُن گُیُت پرٛتھ زمانس فقط خوئے مُحمدؐ

یِواں پھِری پھِری وُٹھُن پیٹھ مدینٕک ناوشوقَن
دپاں اِنشاء اللہ أسۍ وُچھَو کوۓ مُحمدؐ

تھَواں رٔچھی رٔچھی وَچھَس منٛز تَسُنٛد پرتَو چھِ روٗئلی
شٔہِج پڑھ آفتابس چھِ گیسوۓ مُحمدؐ

مِثالَن منٛز چھِ رحمت یِہے رحمت مدٲنٕچ
چھِ خوٗشبوٗیَن اندر بَس سرَس بوۓ مُحمدؐ

چھِ شٔہِجن اوٗبرٕ ژھایَن وُچھاں، تنٛبلاں تہٕ توشاں
طمع تیوٗتاہ چھ چشمن وُچھُن موۓ مُحمدؐ

ژندر وُچھِتھے چھِ باساں دِلَس سَتھ ہِش فیاضَس
یقیٖنن أمۍ تہِ وُچھِمٕژ چھِ ابروۓ مُحمدؐ



# سلام

یہِ دِل چھُ توشاں، جِگر چھُ شیٖہلاں
بۄ روزِ نبیَسؐ سلام سوزاں
سُہ روضہِ وُچھنَس چھِ چٔشمہِ کریشاں
بۄ روزِ نبیَسؐ سلام سوزان

منگاں دوہے چھُس رُب الکریٖمس
مےٚ شوق چھُم واتہِ ہا مدیٖنس
دُعا سُہ بوزِم، مےٚ نیرِ ارماں
بۄ روزِ نبیَسؐ سلام سوزان

تسٕنٛز سُہ خوٗشبوٗ چھُ چھاوِناواں
چھُ واو تٕمہِ سُنٛد قسم تہِ ہاواں
گُلن تہِ بُلبُل چھِہ شوقہٕ آناں
بہٕ روزٕ نبیٖسؐ سلام سوزان

صدا تہِ بوزاں، دُعا تہِ بوزان
سُہ آلوَن کَس نہٕ گوش تھاوان
سُہ لولہٕ والہٕن رضا چھُ روزان
بہٕ روزٕ نبیٖسؐ سلام سوزان

عرش تہِ شوقَن یہِ اوس باواں
مےٚ آو فرشِک سُہ ٹوٚٹھ مہمان
تٕمِس یہِ عظمت خُدا چھُ بخشاں
بہٕ روزٕ نبیٖسؐ سلام سوزان

چھُ خاتِمُ الانبیاء مُحمدؐ
چھُ مُرسلن پیشوا مُحمدؐ
تٔمِس سٔرِی اولیاء مدح خواں
بۄ روزٕ نبِیَسؐ سلام سوزان

چھُ کُس نہٕ تَس پێتہِ درۄدٕ سوزاں
سُہ ناو ہیتھ ہےَ زباں چھِ میٹھاں
سُہ روضہٕ وُچھنس چھِ چشمہٕ کریشاں
بۄ روزٕ نبِیَسؐ سلام سوزان

خبر ہێواں بوَ سُہ پرٕتھ بہمارَس
سُہ چارٕ گر ہےَ چھُ پرٕتھ بچارس
سُہ بے سہارَن سُہارٕ باساں
بۄ روزٕ نبِیَسؐ سلام سوزان

فياضؔ خوشبوءِ لفظ ڇڇُ ڙهاران
قلم ڇڇُ دِلِ ڪٻن صفن سجاوان

سُه لال ڏالٻن ڄُرِتھ ڇڇُ ٿهاوان
ٻَءِ روزِ نبِيَسؐ سلام سوزان



# نعتِ شریف

شۄب چھَکھ کُلِ عالمس، شۄبان چھُکھ
شاندارن شان، عاؔلی شان چھُکھ

آفتابس چھُکھ ژٕ باساں آفتاب
شاہِ خۄباں چھُکھ، نبیؐ نۄران چھُکھ

مُرسلن منٛز چھُکھ ژٕ سیدُ المرسلینؐ
کس نہٕ سیدُ الانبیاءؐ عنوان چھُکھ

نازنیٖنَن منٛز قداوَر نازنین
ماہ جبینَن منٛز ژٕ تیِٚتھُے تابان چھُکھ

مُشکِ ادفر ہے ڑھٹاں اَکھ اَکھ حرف
نعت خواں ییٚلہِ ڈالہِ ہٹتھ سوزان چھُکھ

کُس نہٕ عاشق چھُے دوہَے سوزاں سلام
جانِ جانانَن ڑٕ ہے جانان چھُکھ

کُس نہٕ فرشَس پیٹھ فقط چونے پھِران
عرشہٕ واٲلِس ہَے کُنُے مہمان چھُکھ

چاٲنۍ درٕے ہاٲوِتھ ڑےٚ کُن تارَکھ ونان
ڑٕے نبَس ساٲنِس گہاں سِرِسان چھُکھ

آنجنابَنؐ چھا خطابَن کانٛہہ شُمار
کَتھ نہ شہکارس شرف بخشان چھُکھ

ژیٚے بہارئکر جامہٕ صحراوَن جُرِتھ
ڑٕے گُلستانَن، گُلن مُشکان چھُکھ

گَس اُمیدن چھُکنہٕ بخشاواں یقٖین
آلوَن سانٖن ڑٕ گَن تھاوان چھُکھ

کس نہٕ ارمانن دِواں سوٗنٛچٕ پھُلے
کس نہٕ وچھِ منزُل ڑٕ شیٚہلاوان چھُکھ

آش چھَم چاٰنی فیاضَسۡ آش چھَم
راش گُفتارِچ مےٚ ڑٕے سوزان چھُکھ



# نعتِ شریف

یوٗ ہے واوَس چھُ صُبحِ مُشکہٕ ناوان
نبیؐ سُنٛد ناو کُس چھُنہٕ شوقہٕ آنان

دِلُک بُلبُل دِواں آلو گُلن کُن
ڈوَن کوچَن مدیٖنس کُس نہٕ کریشان

یَئٕنٛز خوٚشوٕئ کمل خوٚش آسہِ ذاتس
تَسٕنٛز ابدی قدٕر عالم چھُ زانان

شبس مَلکو تہِ گُرہس مدح خوانی
نبٕکی تارَکھ تہِ روٗدِس ڈالہِ سوزان

گرِد روٚیَن مُژھکھ پتہٕ میٹھی گُرہس
قلندر ہے قدم تَس روٗدی میٚنان

سوالن کِیٛت جوابَن ہُنٛد سُہ آگر
سخُن اَکھ اَکھ تَسُنٛد اَکھ اَکھ گُلِستان

چھُ میٚمُک سرٛ یِہہ وُٹھَن پیٛٹھ روز دارَن
دروٗدَن لَے دِواں چھُکھ ماہِ رمضان

بِلالٔنٛ رض زیو بُلنٛد پرٛزِنتھ کماٚلِچ
سحر وقتچ اذاں پرٛتھ ساتہٕ باوان

مےٚ چھُم باساں یہِ چھَم تٔمی سٕنٛز عنایت
سُہ ذِکرَن منٛز تہِ فِکرَن چھُم مےٚ عنوان

مِثالَن مٔژ بجر تِہنٛدِس جمالس
حیا تٔمۍ سُنٛد چھُ اَفتابس تہٕ باسان

وٕنِن ونہٕ یُس فیاضسٕ توٚگ نہٕ لیٚکھُن
مےٚ گژھِہ پانس سٕہ آسن نعت بوزان



# اَز تام چھپیمژ کتابہٕ

۱۔ فتح کڑال (تحقیق)

۲۔ گاشہِ تارُکھ (پچھن ہٕنٛدِ خاطرٕ)

۳۔ لاجواب (گوڈنیُک شعرٕ سۆمبرَن)۔ترٛیٚ ایڈیشن

۴۔ کُلیاتِ رزاق ڈار (أکِس صوفی شاعرٕ سٕنٛز شعرٕ سۆمبرَن)

۵۔ نشاط انصاری (مونوگراف۔ساہتیہ اکیڈیمی دہلی ۹

۶۔ پربژلوٗنی تارکھ (نثرٕ سۆمبرَن)

۷۔ ہَن ہَن تلاش (دۆیم شعرٕ سۆمبرَن)

۸۔ گٕر بوٗ آلوٗ حسینسٕ (حسینیؑ نظمَن ہٕنٛز سۆمبرَن)

۹۔ حرف حرف چھُ نعت خوان (نعتیہ سۆمبرَن)

۱۰۔ کمرازٕ کی گُمنام شاعر۔تحقیق تہٕ ترتیب (منسٹری آف کلچر نیو دہلی)

